# ششکل ۱۰



Su—dashi


لیکھک :
نرنجن ناتھ درشن
پنگلنہ پلوامہ کشمیر
حال مکان نمبر ۹۹ گلی نمبر ۹ بھرت نگر بن تالاب جموں






نرنجن ناتھ تمنؔ

| | |
|---|---|
| کِتابہٕ ہُنٛد ناو | شٕشکل |
| مُصنِف | نِرنجن ناتھ شُمن |
| وٕری | ۱۹۹۸ء |
| تیداد | پانٛژھَ ہتھ |
| چھاپ | |
| مول | ہتھ رۄپیہ |
| سرورق | پیارے لال سُدلیشی |
| خوشنویس | موتی لال مصرُوف |

پبلشر:

ناگ وُلد اَدبی سنگم جموں

## گہروے نما



آدرنیہ شری رادھا کرشن گنجو

## آدنیک للیشوڑی

اردھانگنی شوبھادتی ہپٹِناوِ:۔

ژِ ڈرایکھ پاپہٖ نھوو ثقس پڑاپِناوُن
سےٓ از ماؤِکھ ژےٓ ثروُتھ آزماوُن
پڑکاشا وُچھ مےٓ اڈلیوک زناپہٖ وُزمل
یہِ ادبا چون معہ کھہ کیپہٖ ہاشہِ باوُنا

شمن



بادنا

## شیٚ وَن ژٕ تٕنہِ شش کل وٚدٕم

مرٕزٕ آرِف　　پرکٕت ہٕنزٕم　　پوشہٕ　　سیٚتھ

—٥—

نرنجن ناتھ شمن چھُ ہیشہٕ وَر شاعِر۔ اُمِس چھےٚ شاعِری نوٚن جایہ ہیٚنٛد سلہٕ۔ ناو پراونک نہٕ چھُس امار نہٕ چھُس طمع۔ شمن جی چھےٚ شار تھران ، شاعِری چھےٚ آلو دِوان بلکہٕ چھُس شاعِری مستی ہیٚنٛدِس تتھ عالمس منٛز واتناوان ییتین ساری ٹھرٕ وٚسِتھ چھِ پیوان تہٕ ییٚن ورتاوٕنۍ چھےٚ کانٛہہ گنجایش روزان ، وُٹھ چھِ گیٚنگرائے کرٕنۍ لاگان۔

شش ونن ہیٚنٛدٕ پٔراو مانٛدِتھ شش کل وُزناوِتھ چھُ آتم بُدھی گیانک زِگنہٕ۔ یہ نیرِ زگت چھُ فقط احساسکِس گرِس سوار سپدِتھ ژینس تام واتنک منزِل۔ شمن جیس چھُ گمہٕ پرکرپایہ ہیٚنٛد دوٚکھ پَرم پرایہ ہیٚنٛد شیٚتجار تہٕ ساوٕنایہ ہیٚنٛد سوکھ باگہٕ۔ اَمہِ منٛز شاعِری چھےٚ یمن تِرشوفِ چیزن ہیٚنٛد نےٚ پتر وکھ اِظہار۔ یہ چھےٚ سٕنگیانٛچ شوٚنز تہٕ ساگرٕ وار باوتھ ممکِن چھُ نہٕ اتھ منٛزِین نہٕ پرٕتا داپن تمکن گرِی ہیٚنٛدٕ دِل تہٕ وٕر نظر۔ مگر نظر بازن گرِتھ شش کلہٕ ہیٚنٛد گرٕز قدر کرن۔ وٕفتہٕ گو گرٕز بوزنک تہٕ گرِتھ باپتھ نتہٕ بنٛز آسن۔ شمن جی چھُ شاعرن ہیٚنٛدِس تتھ قبیلس منٛز شامِل یتھ قبیلس

تتھ پٔزرس پیٹھ نظر یتھ وتڑھناوان نیٖہ تہٕ نیٖنڈر گلان چھےٚ تہٕ تیوٚت کرتھ نہٕ چھ وتڑھناونے روزن۔ یہے چھےٚ ڈاہی پیٚرٕ شح عظمت ۔ وۄنی گوٚیس یوٗتن ووت تمہٕ وزی تہٕی جایہٕ ہیٚنز کتھا۔ ساکار واد تہٕ نیبرآکار وار دوشوے چھہٕ شمن جیس پانس کُن کشش کران، آلو دوان تس چھ شمش فقیرنا ژِترن پھِرِ پھِرِ کل کڈان ؎

زاگی والہٕ کرو زاگی یار ہر موکھ وُچھ دیدار
پرد زال از درد نار ہر موکھ وُچھ دیدار

پرد زالتھ تراونہٕ چھےٚ نظر موکلان یُس ہر موکھ ڈرشٹمان چھ تسا ووشنٹ ہیٚوُن چھےٚنہٕ ٹھیٚہ کتھا توے چھ ہنزس منز ڈنگ دِتھ شمن جی نہٕ توٚتے واتان ییٚتن حمد تیرن وون ؎

نہٕ چھ کنہٕ گردس نہٕ چھ کنہٕ لون
وِنہٕ کس تور چھِنہٕ واتان ظوٗن
ییٚنہٕ مار موت گوست سنگ گوٗن
وِنہٕ کس تور چھِنہٕ واتان ظوٗن

شمن جی چھ تمہٕ ہس زول دِنچ کوشش کران یہ ہے چھ کیٚنہٕ پیٹھ کمہٕ نس تام سفر قطرِ سمندرس منز پِٹھ چھ شہٕ تہٕ سمندر بنان مگر زِ لو چھس کلان تہٕ حارتھ چھس توٚرہ ورشنس منز دنِدس تل آونجِ ژھنس پیٹھ مجبور کران۔

نرنجن ناتھ شمن شہر شاعری چھِ پرن والین ہنٛدِ باپتھ سرتازٕ
گُلِ میتھوٚ ٹھ۔ تس چھُنہٕ وۄمان بلکہٕ چھُس گتام ونناوان۔ یہٕ تریم آواز چھِ تُرزناوِک
شمن جیس چھِنہٕ واین دأگی نہٕ چھُس چیلہٕ چانٹھ۔ باونایہٕ ہُنٛد شعور تہٕ ساونایہٕ
ہُنٛد وسچار چھُس اوے یُس اکھا أمی ہُنٛد کلامہٕ پرِتس پیٚیہٕ ضرور پلہٕ تہٕ پلہٕ
پیینگ دارومدار چھُ پرن دأگی ہنٛدس انفرادی صلاحیتس پیٹھ دریتھ۔

شمن جیس چھِ دیہٕ بکھتی، کرمہٕ یوگ رۄدس دأنشہٕ ہنگہٕ پھیتوت۔
یہٕ ڈأگی تعہٕ ہٕ تام وانناوان چھِ مے دِلی مسرت سپدان۔ وۄنہٕ چھُس واریاہ کینٛہہ
پلہٕ پیشرازہٕ تمام شیوی شاعرن ہنٛدی پأٹھی چھِ أمی تہٕ واہِچ پرم پرا زِنٛدتعاوِنٛس
داکھ چھُ ازتہٕ لیکھنہٕ پوان یوٚدوے یہٕ صرف شیوی شاعرن تامے محدوٗد روٗد۔
شمن جینی داکھ تہٕ چھُ توجہ طلب وۄہ ذی گوستھ چھِ وقتچ پیٹھ چھُ زمانک
گردِش نہٕ عجیب۔ لوکھ چھِ کھیہٕ ونس سرِ ییس پوٗزا کران۔

موتی لال ساقی

بن تالاب ۳۰ مئی ۱۹۹۸ء

جموٗں

# ترتیب

ژٕرے دٔو پچھم ٹرارٕ ییتی تھپے چھُس بہٕ پٔراران
ہِہتھ چھُس دارِ ہیٛڑھ وتہٕ چانہٕ ۔ گاران
ہُشتھ ماگوٚے ژٕرے آدٔن واوٕ کوٚرمُت
یوٚہے چھُم ہیٚیہٕ اوٚے چھُس نٔون ہاران

ہٕے چھُم زیٚرِ گُل تہٕ ہیٚیہٕ گُل رٕ دُھمُت از
دٕچھُن وُزٕ وٚزی پکان کھوُرچھُہ اتھ سز.
ٹیچ شکھتی ژھنکہ ژٕیوِ ستی مأرِتھ
زِندے گٔژی مار زِنٛدٕ یادٕ سٕ تلکھ گرٕز

شہَس لوٚگ ژھٕین شُہلٕ شہباز رووُم
منگُ ئیندرازٕ محرمِ راز رو وُم
خُدآیی چھا کرِان جورٕ بتٕ جُدآیی
دِتیتھ ٹکھ تارِ کھسہٕ وُن ساز. رووُم

گٔرٛٹھن کوٚت چھےٚ پنٕنٕم پھیرن ژٕ ڈرایکھ
سُلی کوٚت چھےٚ گٔرٛٹھن ژرے ژٕپرہٕ آیکھ
ژٕ آیکھ راتھ انہٕ گٹہٕ ژھمبرٕ بیٚلتھ
ژٕ آیکھ برٛہ تہٕ نہٕرٕ گٹہٕ دارِ ڈرایکھ

وُنیوُبے گوٚ پھلتھ گاشن ہرتھ پیوٚ
وُنیوُبے گوٚ سوٚنس گوٚ ژرام کٔن ستھو
وُنیوُبے گوٚ تہٕ شوبھا ڈرایہ لَتھ دِتھ
وُنیوُ یوٚتل ہیوُتس گلہٕ چھم گٔمژ زیو

دیپان اوُسس بہٕ سوزس ساز کارس
پرژھس اُسنہٕ راز پننِس براز دارس
بہٕ کیا گوٚ ژوٚرِ ژوٚل دِلبر مےٚ پرژھنَے
پیم خوشبوے لاگتھ تام پرارس

شارُشُری تھُرٕ بہ دوہ گنزاران چھُس
خوٚنہٕ روٗشتے بہٕ خوٚن ہاران چھُس
ارزٕ کالَن تہِ چھےٚ گژھان گلہِ زلو
دِکھ نوپدا بہٕ توتہِ پژاران چھُس

دَپان اوٚسکھ ہمےٚ چھُم سوٚن مُشکہٕ ناوُن
دپان چُھکھ سوٚرگ چھُم آنگن بناوُن
دپان چُھکھ دِہ بہٕ اَگنس کاسہٕ تَھوکَن
زٔے رٔتوُدے بان وہٕ ذٕ کیا چھُے زٔتے پژارُن

دپان چُھکھ اکھ نُمن شِرقس کُفر گو
ہمَو غریبس نُمن تتہِ لوٗسمت رو
دٕچھنِ کھوورٕ چُھ بازر آشتھ رٕوشتے
نمو کَس یا ہمو کَس کانہہ ہٕے وٕزِتو

ژلان ییٚلہِ دِل سَران کُس کیا چھُ یارِی
مگر چشمن چھِے ما زاشہہ ناتیاٲرِی
ڈُہِتھ والان چھُہ مانہن سِرِیہ پرتو
ٹھکان چھُہنہ بال یۆدوٕے واٲتسہِ ژرارِی

ہۆدُبس کیا چھُ تس موٚژان پٔتھ کُن
رۆد گوٚ ساگرس اندر میلِتھ
ہۆ چھُہ ہاہس اندر بہان زٕہپہ دِتھ
روٗح چھُہ اَوُٗل تہٕ ساری ہیٚے تیلِتھ

یوان اکھ واو سوٚرگُک پوشہٕ پھوٚوت ہیتھ
ژلان اکھ واو کھوٚرہٕ منٛتر آرٕ کوٚت ہیتھ
پکان اکھ واو اَسناوان چھُ پوشن
دوان اکھ واو ژٕتر چھہک تاپہ توٚت ہیتھ

بہ کراوسُس گوٗمُت داماںہٕ ٹرآوِتھ
بہ سوٚرگُس سایہِ سایاںہٕ ٹرآوِتھ
ہُکُس ہیٚنار گوٚیس دامہٕ ڈٗلہِ کھوٚر
ٹٔپِش ژٕرنے سُہ ژٕلہِ ہیٚژانہٕ ٹرآوِتھ

بہٕ صُبحٕ واوٕ رٕنگ شیچھہ ہیٚنتھ میٚیے آیم
کنِس تمِتنر شیچھہ وٕنتھ پوٚت کھوٚرِ ڈرایم
ہٕہ ہمشُرن آدنگ شُنگی تہٕ ساتھی
دِوہس ڈٕلہِ رنگ زِبیٚلہِ تٔتھ میلہِ سایم

دِلس لوٚگ نار دٕہہٕ کھوٚت آسمانس
ثبر نٔنزا اکھ گو تہٕ پھٕہلیو سُکل جہانس
دِژاٚیم سٔرگہ تہٕ سکاشہٕ چھُپٕنہٕ یوٚر پیمبران
اندری ووٚنتھم لوٚگُکھ نو اِمتحانس

مئیے تے دوہ پاٗنشہِ یاون راے اوسُم
دوہ لابن مٔنز دِوان شُسے داے اوسُم
یہِ کیاگو برمشدِ نٕز گو سِریہِ لوٗسِتھ
سنک محرم شہ شُمٔن ژھاے اوسُم

شوٗنگمت اوسُس خبر ہیٚو بوزن
سو زن وُزملہٕ ژج آکاش
بھساتمہِ کوٗر سنکلپہٕ عکر ڈسا
مٔے یوٗز ہپنس گو بوٗدِ ناش

ژٕے ماچھُے یی غرض یپٹتہِ ژوٗرِ نیرکھ
ژٕکھ پانس پتہٕ واپس نہٕ پھیرکھ
کُنٔے زوٗن کیا کرے ہپھ چھُس بہٕ بے حِس
توٗے وٗوِنمے ہِنو ییٚمہِ داہٕ نیرکھ

مےٚ لیٛوکھم خامہٕ رٕوستے نامہٕ یارس
جوابس پرارہٕ وُن چھُس توتہِ پرارس
ہُنٛن دِل ڈالہِ سوزس بُلبُلس اُتھی
موٗلُل یێتہِ چھُم نہٕ کێنٛہہ یتھ ڈٲلی کھارس

ہتو دیوانہٕ پانو کیا ژےٚ گوٚمُت
ژےٚ ما چھےٚ لولہٕ ساگر دامہٕ چوٚمُت
توٚے ما چھےٚ ژےٚ یوٚد چھِرتےٚ تریش مُٹھمُر
ژےٚ چھےٚ کالایہِ ہیٚر بوٚن موم گوٚمُت

بہِ چھپا کاشہٕ موقہٕ ژلنگ چانہِ ژےٚ وُن
چھہ بوٗز کوٚشتور کوتاہ میٚٹھ بولن
اژُن ہیٚوت بُلبُلو وُنی گُلِستانس
پنٕنہٕ غلطی ژِتر پانے ژہٕ اَتھ سن

پِشناے مَنز شنأگیا دِژِتھ ژٕے
پھُلیتھ گُلشن تہٕ تنہأیی دِژِتھ ژٕے
ژٕ مایا سون آبکھ ژھایہٕ گیشت ہیٚتو
اکی ژھرِ میأنی قرتھ ہوٗلی سٕشرتھ ژٕے

أنٛدرِ أنٛدرِ نُلان چھُس کرأرِ زحمن
ژٕے وَن ہأرِ وُچھیتھ دورٕ کأنسہٕ ہے رَون
چھوکن ہشنِر کرِتھ دگ چھم میٚنو ٹھ سلمان
بلنٛز زانہہ گژھی نہٕ یم چھوکھ چھُم شیرہانس

میٚتوٗمُت چھُس متوٗتے دلوانہٕ روزَے
قسم چھُنے اَسُن ژٕے ڈالِ سوزَے
ژُچکھ زُو جان چھُم چھُنے امانت
ژٕنے بوزکھ مُنکٕ ناگہہ ہِیہ سوزَے

ژ بیھڑکھ ژور وودے ژور ژور رے
دِ ژُم سگ سومبلن ے ڈور ڈور رے
ونے کیا زہر ژنڈ چھم زِنڈگانی
ژوان کہ بچھر تہ زر چھم لاوِ مورے

چھلے ہو چھہ بادمن ژھٹھ آیہ کھوری
وچھن اوسم مٹے بتھِ تم دڑاے شوری
گواہ زگتھاہ ونان تم ہے یہ کیا گو
ہوا بد اوس تھپنہ پیٹے وتر گھوری

گوژھم سے باونا ین باو آشن
شمتھ روژن گوژھم سو باو آشن
پریم کیبون چیون ورذی وتھرذی جد آبی
ربابس اشطرابس ناو آشن

یمبرزلہ گتھ کران ڈیوڈھم سہ بوبر
دِوان گتھ گتھ بران ڈیوڈھم سہ بومبر
قلا بازی یہ چھا کینہ فتنہ سازی
زندے اسیتھ مران ڈیوڈھم سہ ہوبر

تھکن سورُے نشاطس شالہ مارس
پڑیا ہاوُن تہ باوُن سیر غارس
زخم زڑھتھ تھوفی ہاوِنی نہ واوس
ہیڈان ڈیتھم مے ساری ٹاوٹاوس

نہ پڑارلو دِل نہ دلبر سوتنت واوس
متِلس کھٹی شش لوگس گُن زون پہ داوس
یوان بلبل چُھہ گنہ گنہ شیشچھ خبر ہا ہیتھ
دوپن پڑاوُن پنیی چھی خام ہاوس

مٹے مۆٹھ سورُے ربابو چنگ و آہنگ
گُنٲہ گارٕس بچارٕس پیٚیے وُچھنۍ رنگ
شبد شُنیس اندر ژھیپہ ہیتھ مےٚ ہیۆکھم
گُلس چارِس لگِہم گَتھ چھون فرہنگ

ہوا چھا گُرٕ رٹِتھ اسنۍ ژٕ کھارٕنہٕ
ہوا چھا ناو تُھتھٕ منٛز تارٕ تارتھ
اُچھو وُچھنے دِوان مہ ردن چھُہ جیون
ہوا گو آو گو دِتھ ژوٗل بشارتھ

نقارس ژنڈ دِنک کیا چھے ضرورت
ژٕکتھ کر دأغ رِتھ مسوے چھَم رفاقت
ژمبورٕ ہنا کتھ دِپُن چھے ڈوٗل وائُن
چھُہ چونے زوٗ کرے ارپن اتھس کیتھ

ژُھچکھ نابُوْد تیلہِ وَن بُوْد کیا گوَ
اہِل نکِھ وَوتھ نہ اُڑ پتہ سُوْد کیا گوَ
دُساوڈِس مَنثر تران چھَپہ نِکرِ کاشہ کَتھ
اوبُرِ کیا گوَ ہوا کیاِ رُوْد کیا گوَ

اکارن کیا نکارن نال وَولنےَ
پیبی کیا ژھاے منہ ہنشر مایہ چھوَلنے
ہانگن ژُھچکھ مینُثر اُدِتھ کَتھ چھُےکرُن جنگ
گرہی چھے رازہ زیوَش مَن چھُے ژَرے ڈیوُل نے

وُدُن اَمِن اشُن نَنتہِ گوَژھ نہ آشُن
دُساوڈِس مَنثر پچھُسن تنتہِ گوَژھ نہ آشُن
وُدُن گوسنگ لدُن لوسَ نہ تولِس
پُھٹِتھ شُدرس کھشُن تنتہِ گوَژھ نہ آشُن

وُنِتھ ہیکہٕ تی مَنس مَنزٕ یمیے آسم
ووہٕ نٛدس پُشرِتھ تُلِن گوٚب بار یاسم
چھیے پٔژھ کرتا چھیے نہٕ ادٕ تونہٕ کیا گو؟
کرِ سوے گراو یوہ سہٕ زن اپزٕ میٚے باسم

بہٕ کرٕہا کتھ نہٕ کتھ کُس وانہٕ دادس
نہٕ واتان چھُس بہٕ ہوشس نَے زِ رادس
رٕچھم اَشہٕ وانہٕ سگ دِتھ لول بوٚرمکھ
تمو اند وند وُتھِش دیثمت فسادس

بہٕ وُچھِن آسہٕ ما آمُت شہ ساقی
پوٚتے ما آسہٕ بیٚیہٕ دٕرامُت شہ ساقی
میٚے چھَم تس سیٚتۍ وارہ داس دارز
توَے ما آسہٕ تمبلیامُت شہ ساقی

یہِ کیا گوٚ کوٚر زینہٕ ہیٚب مآج وِسرٕو
بٔبَس لیٚدریوٚد ہُتھ ماتایہِ گلہِ زیوٚ
دیپان پایَن نہِ گیہِ راین تفاوَت
نہِ ما زوٗنکھ ہٕستی ہُشد روٗپ تھٕہ پیوٚ

چھُ سالِک سُے سلوٚکٕچ آسہِ یَیس پٔرے
چھُ مالِک سالکے تاپَن چھُس دَے
چھُ سالِک سُے رٕچھان یُس تنگ دستن
چھُ سالِک یُس ژھرٕبن بانن بران وَے

مُچھنا کُنہِ جایہِ رنٛدا ہیٚتھ جہانَس
پٔژنگو تُل توٚس سنٛخ ہیٚوٚر آسمانَس
خبر کٔس چھےٚ زِ کیا گوٚ گاشہٕ آسُن
چھےٚ تٕوتٕوِ گاشہِ گرٛٹہٕ ییٚنہٕ پٔرتھ مکانَس

بہ نے پوشی سُمَن گَتھ ناو کوّر سھَم
چُھ مَن راوان گَنھ پاّراو کوّر ٹھم
تشخِص گو پوّزُے گوہڈ لاگ میزان
گرِہے نے لوگنھم گَنھ باو کوّر سھَم

ژِٹے کتہِ باژیر گوّے ژھاران اوسے
صُبح پیٹھہ شام تاں پڑاران اوسے
ژِہ آسکھ نھِنھِ زنڈِ نے مَنشرِ پھسیومُت
گوّمُت رِہتہ داّوی چُھکھ کتہِ دیان اوسے

گگرِ واجن اَندر اژنچ چھَے کیا وَتھ
یوہَے گو سکال اتھ چھنہ بُرزِنتہِ فُرصتھ
بُرزنس اندر گداگر چھَے بنان شاہ
دزان لنکا برزِنس مَنزی چھَے پزِ کتھ

ہمے چھایتہٕ چانہٕ گرٕ منزٕ بار ژٕین کیٛنہہ
اما پوٚز آسہِ ما اٚتھی سار ژٕین کیٛنہہ
تلم زن چھکھ تھوان کھاتس ژٕ کھاٚرِتھ
کران چھکھ تھاہِ چھا آسہِ ہیوٚن تہٕ ڈیٖن کیٛنہہ

گلِستانس اندر نژنس تہٕ اَسنس
ژٕے فُرصتھ کر دِژِتھ زانہہ نٔہیرِ کھَنس
ازٕ ووٚن چھا بہٕ کیٛنہٕ چھکھ سنٛخ تگن گوٚر
دِتُھتھ کر ہوقہٕ زانہہ لسنس تہٕ بَسنس

یہِ پنژٕ ہٕس کیازِ چھکھ گھُٹی ژٕ روزان
نہٕ بوزُن چھے تہٕ یوٚرک چھکھہٕ بوزان
کران چھکھ کار وبھتی ژوٚرِ ژوٚرے
وُچھان وبھژار چونُے چھس نہٕ روشان

ژٔرے ماگوٚے ژٔیر وۄتھ وۄتھ نیر پانٔس
تیر ژٔھن کیا چھُے زیٚنس تے زمانٔس
ییٚنے وُگرایہٕ تمہٕ دارکھ یمہٕ سن زز
دۄہ ہے کنہٕ چھُکھ ییوان ژٔرے وارِ دانٔس

سُلی نیرُن گژھُن ییٚلہِ آسہِ مالیٚن
چھُے وۄتھ نمناس پتہٕ درِ ناپہٕ تالیٚن
وُڈر دَتھ چھُے کُڈر چھمب چھار وانٔکھ
گژھُن آسی مٹن واتکھ ژٕ شالیٚن

ہۄے کُس ژھانڈہٕ چھُہ کُس تتہٕ ہیٚون جاجتھ
تمہٕ منسووٕنس اسمِ ہۄے ارزتھ
دِوان پوٚت نظر چھُس گردن گرِتھ ہٲنج
گمژ چھم گارِ خم سوران چھُے ماستیٚتھ

وٕنُم واراہ ہتہٕ وُنہٕ واراہ چھُہ وننَے
کُنم کم کاسہٕ دِکھ سورُے چھُہ کِننَے
خٔریدارن وِشرٕ ھے کَتھ کتۍ گرِ نٕ وَسا
مہ کَر تَچھ تَچھ رَچھُن وُنہٕ چوٕنہٕ چھننَے

وُچھان چھاکھنا ژٕ کٔنڈۍ کوٚت چھُکھ ژٕ دوران
گٔرِتھ دم چھُکھ پنزرکینہٕ چھُے تہٕ سپھوران
خبر کیا چھُے نصیبس بَد ژٕ ڈینشُن
اٚچھن چھُے اوٚن تہٕ ننگہٕ تن چھَے پہٕ موران

ژٕے کَتھ پھیُرن ہنیُو تھُتھ اٚندی اٚندی جہانس
ژرِگُے چھُکھ ژھانڈ دِنہٕ گرٕ ھَ ہفت خانَس
ہلِین بانن چھِہ وُکری ٹھانہٕ آسان
بہان سیٚود ٹھانہٕ چھُے ہمسوار بانس

یِہ کٲمہٕ وہرووُمُت ہیٚتہٕ یٲوت داقُر
أتی چھُس سہ گٔنڈِتھ تھووُمُت أتی گرُ
أتی پیٚیٹھی کٕنز نزان شہمارٕ طأیسِم
أتی کٲمہٕ تان تلہٕ کٕنہٕ سووُمُت شُر

شیپنہٕ ہمانہٕن گرٕ شرلوٚکَن آہس نَس
مرٕژ وانگُن نَس، گوٚنڈہَس گاسہٕ ہَس
اکھ تماشا غوٚش یوٗن پیٚرتھ آنگنس
اۆبرٕ یامتھ ڈوٚل تہٕ گوشہٕ ہمانہٕ ژس

نہٕ پژار لو دِل نہٕ دِلبر سوٗنتہٕ واوَس
مٔتِس کٲٹھی شَس لوٚگُس کُن زوٚن پہٕ داوَس
یِلان بُلبُل چھُہ مٔنزی مٔنزی شیٚچھ خبر ہیٚتھ
دیپان چھُم کھارشاہ وٕنہٕ کوٚژ چھُہ ہاوس

ہالس کھوت اوبر توت رود وولن
دزن ہودمک پوژرے نالود زولن

پہہے پہ بس پہے پہ پھیؤر ہرسو
پہس اندر بنان چھا آس کھولن

یہ کتھ وونتھم ژکھس بوہ نہ جامہ پیرتھ
گژھی لوت لوت ژرے موت نتہ ناو نپیرتھ

مے کتہ چھم جامہ نم پم پامہ ساسن
ژھرین بانن تھوفی کتھ ٹھانہ شپیرتھ

شہ یاون رائے سمکھم سر کورم خم
ژھوا پارگی گاشہ ہونوو زاو سر گم

پراگندے شہ ڈیو کھم رووم ت زن
یہ ماچھس مشانہ دور پر چشمہ پُرنم

رزٕ ژینی گُرٕ ژٕول گُرٕ گلوانس تھانس تھانس پھپرِتھ گوس
گُرٕ اوس کلہٕ کٔنٛمت شیطانس گلوانس کیٚتھ اَتھ آیوس
ژھانٛڈِتھ گلہٕ وان پٔوت پھیٚور پانس گُرٕ شیطانس ہُمشرٛاوِتھ
ہارِتھ گرِ پوٚہ ٹُھتِھ گلوانس گُرٕ نٔتی تھاسس گٔنڈِتھ اوس

مٔے گوٚژھ میخانہٕ آسن جھیل ڈٕل ہیٚتھ
گوٚژھُم پیمانہٕ بس اَسہٕ وُن گمل ہیٚتھ
پُتِن ساقی گوٚژھُم ہمدَم مٔے آسُن
طمع گوٚ پوٚز جمع یُن چھا سہل ہیٚتھ

بہرِ صُبح واوٕ رٕنگ شیشہٕ ہیٚتھ مٔے آیِم
گُلَن ہٕشر بوے دِتھ پوٚت کھورِ ڈرایِم
مُچھ آمُت بوے گُل از مویہٕ دِلبَر
یہ وُون بادِ نسیمَن پَژھ مٔے آیِم

پان دولسوو تھ تہٕ کیا مان بڈرووتھ تہٕ کیا
زان راوے پاتٕی پانس زٕہم نشر دووتھ تہٕ کیا
ناو چھے تاہ تٕی ژرے واوس کھور چھے نو ٹھمت گرہا
ییپرونٕی چھے ناو ہے ہے ناو منڈ چھووتھ تہٕ کیا

چھ دٕنیاہ فتنہٕ سازی جبود گارہی
کرتھ کتھ کتھ چھ اتھ سوران سارہی
بہ کُس آیوو کر آیوو کوت گو
بہ کمی کر گژند تہٕ اُسی سارہی چھ چارہی

سٕتین یامٕ تین جایہٕ خلوت
بہ وتھراوس جگر قدمن وندس رتھ
دمس آلوسے چھم تس حال باوُنا
بے گیہ دوہ گتھ چھنا تس ژیوہ تہٕ فرصتھ

بہٕ ہیوٚتھُس حسبِ حالس سینہٕ دٲرِتھ
ژٕ چھکھ ابرو کمانن تیر چارِتھ
شِکارِس دِل کرُن بسمِل شِکارِس
کرکھنا دِل ژٕھنکھ نا ازٕ سےٚ مٲرِتھ

تُجِم وٲنِج پہنٕز گہوی گہوس مٔشر
یِہے چھم ڈالِ نِنی یارِس ہوس مٔشر
خبر کیا چھم زبر آشیا بہٕ گٲمٕژ
اشر آشیا ہشر زٔد آلوس مٔشز

چُھلے ہوٚچھ بادٕمن ژھٔٹھ آیہٕ کھوٗری
ہےٚ ژھٲنڈِم شُری تہمن للوفی چھہٕ ہوٗری
ہیچھُن یوٚد ؤے ژٕ سے چھُپے ؤس پانٕسے مٔشر
ہوا بد گوٚنہٕ تھنٕہ پےٚ وُترٕ کھوٗری

یہٖ کِتھ ژھٕٹھ ژایہِ باغس آیہِ کِتھ گٔنۍ
گٔرِتھ وتھٕ وار پوشن ڈرایہِ کِتھ گٔنۍ
یہِ گٔمۍ ژھٕلروِ نارس منٛز گلِستان
پھولان نۆوۍ نۆوۍ چھِ نوِ نوِ آیہِ کِتھ گٔنۍ

سرٛویس منٛز ارٛوپن رٛوپ ہووُم
بہٕ انتر سٕۓ پرماتھند پٕرووُم
پیٚنٕہ پٕرکرتھ سٕۓ ڈیٖٹھم پانٕسے نِش
گٔژھتھ ماہِرتہٕ ظاہر پٕرزٕ نووُم

شِوس نَے آسہِ شکھتی کرِتہٕ اَنہٕ بھو
شِوس نَے بسوٗر دِمو شِو چھُنے بنان شو
بہِ وۆننٕم راز پننی راز دارَن
بہٕ چھَس شکھتی توے چھُکھ شِوٕژ گٔن تٔھو

پَنٕچ تھٕنٛتھ ہٮ۪تھ سٕتی سوٚبآو اوسے
توٚرے شوٗبیا ژٕے پٔشومت ناو اوسے
پٮ۪تی پریٖشوٗریس دَست بستہٕ روٗزِتھ
سنتوگن سوٚن گٔنڈِتھ پآراو اوسے

یٔتی آسُن ییٚتی آسِن چھُ کیا کَم
ستس سنتوشہِ وُرژ برکت چھ محکَم
یہِ وَرتاوِتھ ژٕے ساری وآنسہِ ہوٗتھ
کران آسکھ وُرژن سنتوشہِ مرہَم

وُزان اوٚرہتھ ژٕے اوسے یوٗگہٕ ناگس
ژٕے اوسے ٹھانہٕ دِتھ وآراگہٕ راگس
سٕتی آسکھِ ژٕ آسکھ یوٗگہٕ وُزمَل
ژٕے وُوی مٮ۪تی پوشہ چھی سنتوشہٕ باغس

ژٔے گتہٕ ریٚز گمتھ کرتھ پرآوتھ پرم گمتھ
ژھرِس قفس اندر نفس میٚے اَتہٕ گمتھ
میٚے چھمنا دِہ کُھرِن منٛنر ولنہٕ آمُت
رنگتھ پٔرکرت شوٗنگتھ چھمنا میٚے سمونتھ

ینٛے تتہٕ سپر کانٛہہ ہاوکھ دیٚس نِش
یہٕ ما شوٗبا زِ منٛدِ چھاوکھ دیٚس نِش
یہٕ دارِ وارِیاہ زٔنمن تہٕ ہورِے
ینٛے کانٛہہ قِتہٕ وُزناوکھ دیٚس نِش

سوہٕ نج یاور دِنج ما مارے اَسے
ژٔے آشنا آسنج ما ژھارے اَسے
ژٔے للہٕ ہنٛد نیلہٕ وٕٹھ ژھرتھ تہٕ للوتھ
ژٔے پیش کر یہٕ للہٕ ہنٛز ژھارے اَسے

وُدُن ژشِرتھ اُسن ہوٗوتھ تہٕ کیا گو
ژٕتے کھوٚتہٕ وِٹہٕ کھوڈ ژھنتھ ہوٗوتھ تہٕ کیا گو
ژھرین بانن ژہٕ آسکھ پوٗفی سکاران
وِمرشک اَن ژٕتے کھیٚنتھ ہوٗوتھ تہٕ کیا گو

گرِس مشیأنِس اَندرٕ ژٕتے مال آسکھ
ژٕ اُلبِمژ شرالہٕ مِشرٕ تے لال آسکھ
وُچھِتھ موکھ چون شگفتی آس تیزان
سو وانس مَنز ژہٕ سونہٕ کُے خال آسکھ

ژٕتے وٚونتھ فاقہٕ پھیٚر وُچھ از چھنا کاہ
پگاہ تام دے چھُنا شوٗنگر تھے سہ روزیا
زِچَن پچھرِ پھیٚرِ گرِتھ مینہٕ شیل روزکھ
شُشپلاتس سُدامس آس دِل خاہ

میٚ پٔتنی ژھاے چھٕنہٕ ووٚنۍ ستہٕ روزان
کھٹیٚن انہٕ گوٚٹ وتن چھُم کھوٚت سوزان
اَچھن ہُنٛد گاش چھُم ہوٚلۍ اِشٹھیوٚمُت
کنن زر چھُم پٔرٛن کینٛہہ چھُس نہٕ بوزان

ڈٔلِک ہیوٚک ہیتھ ژٕ وٲژکھ پرمہٕ دامس
سٔنٛگ ولوہار ہوٚوتھ خاص و عامس
پگٔتھ پانٔے ژٕ وٲژکھ شُنٛی ژٕرے زیوٚتھ
سیٚتے پوٚتر ہیٚنس پُنٛم گیہِ ماگہٕ ماوس

بہٕ انہٕ کیا ڈٲڈِ بٔمہٕ کیا بالہٕ یارس
پگاہ تامتھ بہٕ گژھہ تٔمہ نٛدِس شہارس
بہٕ دِمہٕ ۂس دِل شُہ چھُم شُمہٕ ستی نیوٚمُت
ووٚندُش چھُم لولہٕ سرٛتیہ شُے ڈٲڈ کھارس

پیٚہے چھَم شٕے زٕ پانَس نِش نٕہم سے
ستکِ بھنڈارٕ ہاوٕنٕچ مٔیٹ دِہم سے
ژٕرٕ تاپہٕ چھُے ستُک نیٚبرٕ وانٕہ کُے آن
یوٚہے اَن دِکھ تٕہ ژٕرچھتی تھاوِ ہم سے

شُمن اوشُس دوہے وٗونتھم شُمن جی
تٔمے مَن اوُستھ مُہتھ ژیٚوُمُت ویس تھی
بٕہ روزٕ ے لولہٕ باغٕکِ پوش لاگان
دِتم آلویَے چھُس تتھٔی بٕہ ژارا ن

چھٔپے ہٕو چھیٚپٕہ پوشٕہ تُھر کتھ باغ نیرُن
ژٕھِس باغس چھُپہٕ کیا بٔٹھ بیبرِ شبُرن
یمبرزل پھوٚچ تہٕ ژُنج اکھ داغ تھاوِتھ
دزِتھ بوٚمبرِس چھُپہٕ کَتھ کیٚشُت اول پیرُن

گژھم واوس مےٚ گیٚنجہِ ازٕنام سکاژاہ
ریٚژھم ژیرتھ وانہٕ زیٚچہِ ازٕتام سکاژاہ
رنگہٕ رنگہِ کیا چھےٚ زٕٹ یٔیر خستہٕ گگاہژ
ہیٚشرم مےٚ پامہٕ مٔلی ازٕتام سکاژاہ

بہارس مَنشرٕ تہٕ چھم بجرٕ جُدٲئی
وُنُن کیا چھُم یہٕ گو قہرِ جُدٲیی
گُلن ڈیٚنیشتھ دِلَن ووٗٹھ کٔڈ تہٕ پیٚتہٕ کیا
میٚہ چھم دیوانہٕ پانس نارسٲیی

وُلتھ آسَن زٕٹے چھلنَس چھُ سِرٕوُزر
چُھلتھ زٕٹ ناٲلی آسن تتھ چھُ آدر
وُژارکہٕ ناگہٕ چھَل زٕٹ پٔٹ تہٕ تھَویاد
شُلی ناوُن چھُ ژراوُن پرمہٕ آدر

دُکانس مَنٛزٕ چھُہ وآنِس مال پَنٕنۍ
چھےٚ سرٕ پھس ٹوٗپھ تہٕ زلرِس زال پَنٕنۍ
بہٕ کیا وَنہٕ پننہِ پانٕکٕ چھُس بہٕ مانو
مگر دانو پَلٕن چھُم حال پَنٕنۍ

تِچھِنٕ وۄہ تلِتھ اُچھن ہُنٛد گاش سورٕ لو
کمرٕ ہوٚل گوٚو تہٕ ابرُک راش سورٕ لو
سۄمےٚ اٰسِم آش وۄزِ ژٕچھِنٕ مےٚ رٕچھنم
تِمن رٕنٛزٕ ناوٕنُک شاباش سورٕ لو

بہٕ ژرٕنن تَل شُہمَن چھُس آش تھاٰوِتھ
نیٚہِتھ مستُک شُہمِتھ اِبلاش تھاٰوِتھ
وِزِیا ساگرٕ چھُہ ازےٚ میٚثون ساقی
ہَلِن اچھرَن گرٕ ھِم سیٚوٚد گاش ژٕراٰوِتھ

سۄ مٔے نارس پھو بٔرن دِل جانا تی گوَ
یٔرِتھ نارس سوٚنس زالَن چھِنا زوَ
چھےٚ منقل کُل کٔرِتھ من واتہٕ ناوُن
منٛگُ منصوٗر دارس کھوٚت تہٕ چمکیو

مےٚ کر وۄن شبنمَس یہِ چُھہ موٚہ کھتہٕ چمکان
مےٚ کر وۄن رٔودٕ قطرن لعل و مرجان
مےٚ پیٛالہٕ کانٛہہ اُش پھیوٚر اَوٚدتھ موٚہ کھٕتہٕ موٚتُم
وۄتھُم رویَس مُتُھم سٕگاسہٕم ڈٔنگس ہان

زَخم زٕژھرِتھ شھوٚرِ مٔے مرہم سٕتی چھُم
شمع روٗیک نوٗر مُحکم سٕتی چھُم
چشمِ بادم موٚیہِ پُرخم یاد چھُم
سوزِ دِلکٕے زیرٕ تَے بم سٕتی چھُم

رچھن ہندی ہلی اچھ چھینہ راچھ زانان
وچھن ہندی سیر چھینہ گبہ راچھ زانان
ژلیتھ دوہ سبہ تلی چھ نلووتھ فوہ سہ دوان تھیھ
ییمیس دار وسہ ماتراون چھ مانان

رچھن اندر چھ ژھرتھ لعل تھاون
سیھے داتیتھ چھ لالس ناگی ثراون
چھ پیٹھ پڑی پل تہ ژھل چھے لعل ژھاون
لکھہ بیلہ لعل تیلہ گرتھ ڈالہ کھاون

مدعا کیا چھے خدا روزتھ کڈن دوہ
تو مل بیلہ گو الگ پتھ کن موژ بو تو وہ
ژ شودن تن موژتھ اژھ شنیہ تھانس
کشنبر پراو کتہ دکھ کنرس اندر ژھوہ

چھِ ژھانڈان آب ییتہٕ سرآب سٕۄ آتیاہ
ژلان ژالیوٚ اندرۍ سرٚ خاب سٕۄ آنیاہ
بٹھِن پیٹھ اڈٕ ۍ اڈٕ ین چھیے ہیرۄ وُنۍ ناو
چھِ مینان تاب ییتہٕ بے تاب سٕۄ آنیاہ

اسیر پٔر کرٕزٕ وہیان چھٕنہٕ جو تہٕ کیا گوٚ
وہیان ہۄ نِس شرپان چھٕنہٕ گہِو تہٕ کیا گوٚ
نصیحتھ وٚنتھ تہٕ سمنتھ گژھِ یاد تھاوٕنۍ
اسیر پٔر کرتھ لتن تل تھوٚ تہٕ کیا گوٚ

ازوٚپ آروٚ یہٕ رتس روٚپ سآری
ازوٚپ اٚستھ لگس پادن بہٕ پآری
سروٚپس تیتھ اروٚپیچ کس چھِ ژشٹی
یہٕ گیہٕ بے پردٕ اٚستھ پردٕ دآری

دزِتھ نارس گرٛھان چھُم سوٗر اُڈٕ جن
پھٹِتھ آرس گرٛھان ڈُوہ کیہ سوٗر اُڈٕ جن
وسِتھ ہیٚتِھ منٛز کھسوان کینٛہہ کرل ہی تن
ہوا حسرت نلان چھُم ویٚوٗر اُڈٕ جن

بہٕ کیٚتھ شرٛھا چھُم تہٕ چھُم ازٕ کانٛہ ثراوُن
لبُن گوٚ پوٚز تہٕ مشرُن گرٛھہ نہٕ راوُن
ننگے آمُت بہٕ چھُس نیتھ نُون گرٛھُن چھُم
چھُہ ما واجب وتن پیٚٹھ سیر ثراوُن

بہٕ وُچھہا روے دِلبر بہلہٕ ہیم تمن
سمندر دامہٕ چھپہٕ ہا شیٚلہٕ ہیم تمن
اندری نارن ہتے چھُم دتھ وارہ کوٗرمُت
جگر بیٚلہٕ دوٗد خطا چھا گہلہٕ نامن

پُرِ وٚژھیوٚمس ونِتہٕ روزن جایہِ کتہٕ چھے
وتِن پیٹھ پیمتِن ہٕشر ماے کتہٕ چھے
سُے لُوٚزُم آشر تھُچکھ شٕشہٕ تھانس
بہٕ چھُس ژھانڈان شہر دُبراے کتہٕ چھے

مو ژِتھ لوٗلس انْدر چھینہٕ ژھاے روزان
امن سپدِتھ غمن چھینہٕ جاے روزان
پھسیوٚمُت آسہِ لُیس شہرٕ کرِ ڈٲ زالس
تمس چھینہٕ ہوشہِ پینہٕ چھاٹراے روزان

ہیٚجن ونٕ وٚنی چھِ ثھُوٚر ہتی تار لاگِتھ
ستید بوسا دَو تہٕ سنتو یارہ لاگِتھ
گیوان گوبنْد گوبنْد ہرہمہٕ ویلس
چھِ ناران ستارِ خوش گفتار لاگِتھ

گٕھٹتھ پردٕس اندرکم جلوٕہ آدِتھ
ژٕے پانس رنگ دِنھ کم رنگ سجاوِتھ
بہٕ چھا جادوگری کینہٕ چاںٛژ پٔرگرت
شُنیس مَشر روٗ نہٕ ییندو شولہٕ ناوِتھ

خوداژھانڈن مُدعا زانہٕنی خوداۓ
گژھم آسنی مےٚ جنجالہٕ رہٲیی
گٔرتھ انہٕ گتھ سٕہٹا چھس نا بہٕ تھوکمت
رہٲیی ہے دہٲیی ہے دُہٲیی

دٔپان اوٚسُس بہٕ چھُس رأیل ونس مَشر
ودہ ہے اوسُم گژھان ٹھس ٹھس کنس شَر
تبر دارا ژٕٹان اوس رأیلق گوہ ڈٕ
ڈٕہی آیم زٕ ژٕےٚ تہٕ ژٕٹہٕ نے کھنس مَشر

اہنکارس تہٕ نارس بید چھُنہٕ کیٛنہٕ
دزن نارس اندر تاکید چھُنہٕ کیٛنہٕ
اہنکارک اہم گژھ مولہٕ گالُن
ییٚتے اَنزرِتھ پرٛن پیٚتہٕ وید چھُنہٕ کیٛنہٕ

مےٚ ونتم کیاز چھس بوزالہٕ بُلبُل
مےٚ کیا کوٚرمُت سو شُمرتھ چھمہٕ بلکل
یہٕ مایا زال چھا کتہٕ بانڈہٕ پاآتھر
چھےٚ سُل گرِ وُنہٕ لگےٚ مےٚ تہٕ کاستم بَل

ژےٚ چھکرِتھ شُنیہٕ لوٚکس اَنتہٕ رٔوستے
ژےٚ چھےٚ گَنزرِتھ ژھکھنا گیانہٕ سوٚستے
توٚے چھےٚ ناوان ژےٚ گیانہٕ ساگر
نہٕ زانُن چھُم یہٕ چھس ناگاشہٕ رٔوستے

دوہ ہے تارکھ ہمے گٕنزرِم آسمانس
دوہ ہے مےٚ وٕنۍ دِتم شٔنیایہ تھانس
چھہِ لچھہٕ بدۍ رَوِ نہٕ بیدو گٕنزرِکٲ ثیاہ
نژان کِتیاہ چھہِ کِتیاہ دٕزوہو تھانس

لہر آیم تہٕ پٔوت کھوری سبعہ وٕرایم
سمےٚ موٚکلیو تہٕ تامتھ ووت سایم
لہٕتنز گیہِ تہٕ تتہٕ آیس نہٕ فرصتھ
چھمس پیٚٹھ چھیس تہٕ پتہٕ دوران چھیم یم

بہیتھ اوسُس گُٹھتھ نُچھتے نبیر وٕراس
مےٚ اڈ کھورِس شُرِس مااوس کیٚنہہ باس
نبیر کٔنہ نارِ لوٚبن اوس شولہِ ماران
مےٚ تمبلتھ تصیحہ دٕژم تمہٕ منٛز بزنہٕ آس

نیبرٕ نشہٕ بون اندرٕ اڑٕ کھوبہٕ اوسس
کرِن کیت شرتہٕ کھینہٕ وزِ دلوبہٕ اوسس
پیٚرِ شاہ نفرت تہٕ اپرِ شاہ ماے اسیم
ہمان ثرشناپہٕ نارس گبو بہٕ اوسس

تچھن ساری پچھن ییلہٕ نلہٕ پانس
ہیچھن ساری ہیچھن ییلہٕ دانہٕ وانس
دوہٕ زم میلان چھینہٕ تتھ بازرس منٛز
نقد سودا چھُ لبکھتھ پرتھ دکانس

شُنس میلتھ ہے تے ون ناو کیا چھُے
گرتھ ملون ترٕ دوہن سوکھاو کیا چھُے
شُنس شکتی چھہٕ میلتھ شتی ہس منٛز
نوے شوزراو زیتھن ثراو کیا چھُے

چھہٕ پرتھوی زل، اگن، وایوُ تہٕ آکاش
منس اَہمس چھُہ تیلان بوٚہ زُنشدے گاش
یوان وۄہ دیس چھہٕ تنتہٕ پوٚرن اپنا
اہم پانےٚ ژٕ چھکھ ہینہٕ سپیر گژھہ ناش

پیٚچھے گیہٕ اشٹدا پرکرت تُسنی روٗپ
پرا پرکرت چھےٚ اپرا روٗپہٕ کی روٗپ
نہٕ واتن چھُم تۄے چھُس تھاہہٕ گوٹ
گورس پرمیشورس اَون کاسہٕ تےٚ گوٗپ

نوٚو تُج دوٚ نژان تمہٕ پرمہٕ شُنیس
موژان موہ زموژہٕ اژان تمہٕ پرمہٕ شُنیس
نژان نمہٕ کرالہٕ ژرچہٕ ہیٹھہ پیر لگاہٕ وتھ
تُھران گس بانہٕ نژی نژی پرمہٕ شُنیس

کمن دٲنشورن یتہٕ سوٚر سپدان
لگان کنڈ ژٔر سر تہٕ تتھٕ نا سوٚر سپدان
چھُ اتہِ گوٚٹ کرُٕو کھٕڑ یہ چھےٚ انڈھیر نگری
ڈلان وتہِ یُس پنہٕ سہ تہٕ پنہٕ زوٚر سپدان

نمان یُس کال کربا سال تمہٕ سے
منگ ہل زال ون با حال تمہٕ سے
شہ کھاری پرمہ داس پام سکا سی
دیا ساگر چھُ مالا مال تمہٕ سے

رژھن بُلبُل چھُ وٲجب پنجرس منٛز
یہ چھُل باد پھیران پنجرس منٛز
اَنن چھےٚ ہوشہِ ژانُن پوشہِ باغس
مےٚ تھاوُن دِل چھُ بُلبُل پنجرس منٛز

گُرِس کھوٚت نٔنر نہٕ چھیس کٲنٛٹھی نہٕ لاکم
نہٕ چھیس کانٛہہ رٲچھ تٔس تٔیس روز ہمدم
گٔرتھ ہل بل شُرِس پننہِ تیس چھُ واتن
گُرِس تھوڑنگ شُرِس تھوٚو بیم پیسہم

شُرِس گژھ بیم بجیہٕ ہاوُن تہٕ ساوُن
پتم پہرِ بٔس تلِتھ پرکاش ہاوُن
اگر گرٕیہ کرِتن نخوٚیرِ بد دِتھ
گژھی پچھیرِتھ تہٕ پاوی یاد راوُن

حقیقتھ ہیٚ صداقتھ ہیٚ کہاوتھ
شُرِس بدراہ گُرِس گژھ نالہٕ ڈیٖن پٔرتھ
وٚنی پنٛجرس اندر ہیٚ طوطہٕ تھاوُن
بٔرن ووٚہ نی پنٛجرِ طوطس ہمشہ چھِ کیا گٔژھتھ

یہ چھُنہٕ شُر شہر بچاوے چھُے یہ شراتا
یہ چھےٚ مینہٕ ناتھ ژھلَن ہُنٛد زٕنمہٕ داتا
ہڈٕ بن بلہٕ ویرِنے اَمی گیوٗر اَونٛمت
نَے مینہٕ دُن تہٕ بینہٕ وُن چھُے یہ شرا نا

اَکِس اکھ زانہٕ کُس بیٚتہٕ اَتھ چھہٕ سآری
ولِتھ جامن اندر نیتھ تنٛتر چھہٕ سآری
چھہٕ بآزی گر کران یِم اکھ اَکِس ژھل
مٔنس چھکھ مل اماہ بتھ ژیٚنی چھہٕ سآری

گُرس تھر پیٹھ کھٔسن گژھ یار لاگتھ
گُرن کھُر کھُرِ تہٕ خوش اطوار لاگتھ
چھہٕ گر بینہٕ شر چھہٕ وۄ شوزِ ہیو دلس باس
گژھن دوٚہ شوٚے رٕژھنٕ فنکار لاگتھ

ژھران ژھکھ بانہٕ پانے خاک وٕ آبس
ژٕ ژھکھ ازلے وۄلنہٕ اتھ گرد آبس
ژھران پانے نہٕ پھٕٹران ژھکھ ژٕ پانے
دِوان ژھٕ خاک خاکس آب آبس

دِوان ژھکھ کنٕرکھ نہٕ سوٗرے شٕنی ژھٕ پوزان
یہٕ ژھیا زانہہ ژھپانہٕ ٹھکھ بےشورہ روزان
یہٕ بلبل ، ہار یا کوتٕر ژھٕ بولان
گیوان ژھکھ پانہٕ پانے ژھکھ ژٕ بوزان

ہیو پانو پریشانو پنتھر بیٹہہ
لٔبتھ راوی پشیانو پتھر بیٹہہ
ہٕنتھ پیلہِ بیرٕ نہٕ تیلہِ ژھینہٕ ہوش روزان
رِوان اندری کھوان اندری ژھٕ تیلہٕ ییہ

مے گوٚمت ناو نشتھے جان گوٚ تی
اُپس گوٚ چاو نِشتھے شان گوٚ تی
چھُ کیا ناوس کرُن باوس پتُن باد
بڈان بیٚیلہِ باو عالیشان گوٚ تی

وُسن گرِہ شُنیہ سٔدرس یار لاگِتھ
ووٹل، ژھاٹل ڈنگل عیار لاگِتھ
منس منٛز ہم رٹُن سوٚہم تہٕ سوٚہم
نرُن گرِہ شُنیہ سٔدرس تار لاگِتھ

یہ پرتھوی زل اگُن یا واو کتہٕ آو
یہ وصلس کٔمہِ وُوتُن سامانہٕ سوٚبراو
بناوُن کس بھون ییتھ شُنیہ تھانس
بسس کیا ناو تس کُس ماجہِ زایاو

بو وۄنہٕ ہا ہٲزٕ گارِس باگہٕ وانٕس
بُدتھ ژھُکھ ہٲزٕ تاران ناتوانس
تگن گوٚر ژھُکھ اوَے ژھُکھ کرٕلشمہٕ ہاوُن
کران بلہٕ ون ژٕ اگیانٕس تہٕ گیانٕس

ژھُرِس پانٕس کرِتھ پٲراو کیٛا چھُے
گژھُن چھُے کوٚت یہٕ موٚت رچکہٕ چاو کیٛا چھُے
ییٚنو پانو ژٕرے رٹٕنَے سٕنز برَس بییٹھ
بو کُس ژھانڈُن وُنتھ ژھو ناو کیٛا چھُے

دپان آسکھ بو چھُس بوٚڈ بارٕ گلو ان
نِوان گرُر ژوٗرِ چھُس بارستہٕ بلوان
اٮ۪ندرِی کنز چھُے چھوٚکو پُژر نوومت شَل
چھوکن ژٕہ ژٕہ دوان ژھُکھ دود للہٕ وان

کھوٗتے کۍیا ناو تلہٕ سآ ہاو کیٛژھا
سونس کر باو ژٕ تہٕ اُنہٕ راو کیٛژھا
سوٗنس اُگنس ٲبرِتھ زاٗنٕن پہوان زو
مرافس ہاو اڈ کر باو کیٛژھا

ہےٚ وٗنی تو کاتہٕ منک آیام کۍیا گو
اُتھکِتھ لوٗسِتھ کرٕن وِشرام کۍیا گو
اناں کس واسناین سال گری گری
منس وٗنی توٗز لاگن مام کۍیا گو

کنگ سوٗن گو منک بِلسژار آسٕن
گوٗگنگ گُن گو زِ نِرگوٗن یار آسٕن
شرٕن مانابہٕ گژھ بوٗز کوٗپ کاسم
چھ دیٛوی دار ڈکھ دِوٚدار آسٕن

خبرٕ ما چھم یہِ کتھ کتہِ آبہِ اورَے
پھوان کتھ جایہِ کھنہِ ہُنٛد سابہٕ تورے
گرٛھان وُزملہٕ پیٹھے گگہٕ رائے لوُزمُ
شبدٕ ثبرٕ ہمک یہ پأتھرٕ آو کورَے

ووٚدس ہارس اندر نارس اندر گیو
خطا کارس مے ووٚنی وارہ سزا پیو
مے ہوٚرُم زارٕ زنہٕ مُک ہار مأنِم
ژٕ ہاوُم وتھ چھلُم پٔرکرت منِتھ شَتھو

ژٕ کیا چھکھ کیا کرُن چھُم ذات زأنِتھ
بوٚ آمُت چھُس بَرٛتل مات مأنِتھ
ژٕ بی چھکھ قی ہیٚکی کُس ثبرٕ زأنِتھ
پرٛن خأمی چھُ زَنہٕ ادٕ ٹ چھأنِتھ

نہ چھے کُنہٕ انٛد نہ چھے کُنہٕ گوڈ ژٕ کیا چھکھ
یوان چھے مٕنزٕ شرٕس زنا ہوڈ ژٕ کیا چھکھ
یمن لوگ پےٚ تہٕنٛد پےٚ لوگنہٕ کانٛسے
پرِتھ لیکھِتھ بنان آن پٔڑھ ژٕ کیا چھکھ.

گژھان کوٚت چھکھ ژےٚ ما چھے پان کھرٕوُن
اپارٕ چھُپہٕ شُم نہ کُنہٕ کیٚہ تار نٔرٕوُن
اپارِم وازٕ مہرازن چھِہ ماران
یپارِم رازٕ وچھنی سکار کرٕوُن.

سُن پانس کُنُن چھُپہٕ وائی وانس
بُنُن گُدرن چھُہ پیشرن پائی پانس
پُنن آسی ہُتر گوٚب باد ژالکھ
پٔژکھ پانس نژکھ مٔنز آسمانس

چھٕے یٖیے فُرصتھ نہٕ از بیٚیہٕ سانہٕ راتس
نیٚنٛدرِ مٔتۍ ہیے مٔے وُزناوُم ہٕرباتس
بو ہاوَے سینہٕ زوٗلُم لولہٕ نازن
بنیم ملہٕ ون ہٕۓ ہیلہٕ دیٚنس نہٕ دانسُ

کھوان بر دِتھ تھوان یُس ہُے چھُہ تسکر
غزانس ہیٚٹھ بہتِھ تس راَچھ اُچھ دَر
کھوان پانس دِوان تھیھ ناتوانس
ژٔتھس پیدٕایہٕ پھٕن زٕنس بھینکر

ژٕ چھکھ سٔدھو بو بیدو بید چھُم یِی
ژٕۓ نِش چھُس دٔور پیٚوٗمت کھید چھُم یِی
بہٕ تیٔے ہم ذات چھُس کم ذات ما چھُس
رُژُن چھُم ساگرس تاکید چھُم یِی

ژٕے سیتھِن کیا کرٕ چھم ہرٕ مێے ونتم
نہ چُھے کاشہر ہُنُد نہ چھے ستر الُتھ تہٕ سنتم
بو ونہٕ لوٚت لوٚت ژٕ گٔرکھ دِکھ ژٔرہٕ عالم
ژھوٚپے اَسنہ کران چُھکھ سکار محکم

نبس تَل وُب وُبس تَل نب تہٕ کیا گو
دُرِتھ کُنز چھ یُتھ کرتب ہیٔے ونتم
اگن بیٚیہ واد کیا سہلاب کیشا گو
دیان کرتا چُھ سوٗنے ہب تہٕ کیشا گو

وُچھم بیٚلہِ نیتہٕ چھےٚ تیزان روے یارس
وُچھن ژروُم نِشاطس شالہٕ مارس
ژوہ دایم زُوٗن آمُت تن چھلِتھ زن
وُچھم ہردم اویزان موے یارس

میٚ ونتم اوٚرِ کر اوسکھ ژٕ آمُت
کھوٹُس شہرس اندر کَتھ کامہِ ذرامُت
مہ کر دَوٕ دَو تھٔکِتھ ییتہٕ پاد سپولہٕ نَے
کھَبنے چھوِ زن نہ آسکھ ماجہِ زامُت

وۄہ پَرِ کُس چھُے ییٚمِس ییتہٕ زور ہاوکھ
گٔمِس نَس کن ژٕٹکھ کُس شور ہاوکھ
گُنی ذانتھاہ چھےٚ انٛدٕ وَنٛدٕ چاٗنٛز مایا
وٹکھ مایا ہتہٕ اَسہِ کیٛا لور تھاوکھ

میٚ کیٛا ہوٗنگ دِلبرس بے وابہِ رٕوُٹھم
میٚ دِتہٕ نَس دِل ہتہٕ شِل نِتھ ژھایہِ ہیٗوٗٹھم
گِنٛدِتھ ژھیپہِ ژھارِ اٗزنس شوقہٕ پانَے
بُڈِتھ بتھرِ پھٹِتھ بو گٔرتس ضایع رٕوُٹھم

بو اوسُس ہٲوگہٕ بہٕ چھَن پۄر وٕو لمُت
توے چھُس ماگرٕ مَنٛز دٲر کھوٚلمُت
ہمے ہیٚشو وٲراہ چھُہ آمُت ولنہٕ زالس
چھُہ کیٚشرٕن گیٚشٲر کینژو سٲور موٚلمُت

ہِمن دٲوِدیوس تِم گیہٕ دٲر نیپِرتھ
ہیکہِم کر تِم زٕٹھہِ پوٚت آس پھیپِرتھ
بو پھیوٚرِس پوٚت تہٕ تِم آسی ساتہٕ کالے
تےورقی منٛز چھِ پروٗرُت جامہٕ پیپِرتھ

شمع رویس لگے دِلدارٕ مشانے
چھپیا فُرصَتھ ہٮا انہ روز سانے
خبر کُمہِ ماہِہٕ انہ آیی ژٕرے فُرصَتھ
وُنیکتا منتھ بو کوٗڈ نفس پرنہِ چھانے

پکان اوس مُشکِ امبر بار ہیتھ داو
کران باغس اندر ہی آس پأے راو
بران پیٲلن چھےٚ مسول مَس تہٕ توشان
ژےٚ ما چھےٚ سالہٕ یُن مےٚ تہٕ سوزتم کاو

دپھٕتھم نا بو تھاوتھ پانٕسے نِش
پوٚژے ونتم یہِ کٔمی شٕترن کٔرے رِش
وزان چھُم دِل تہٕ دۄریر گرٕڈھ پھۄٹ
زنم چکرس مےٚ پھۄٹ گرٕڈھ گردِش

اباوِس ناو کوٚر پننہِ نی سوباوَن
نےٚ ناوِس ناو کوٚر. ننہِ وآری ناوَن
چھُنےٚ گُنہِ کینہہ تیٚلہِ کیا ژھانڈٕ نہ کٔل
دُساوِس مَشر چھہِ کیاہ تام ژھایہِ تھاوَن

ژٕنے پرِ پٲرنو پٹرا کاشس ژراوکھ
پُژن درٔشن ستےٚ نَنے گژھِ رٲژ ہاوکھ
بوٚ کیا کرِ ژالہٕ منٛزٕ کہِ نیرِ پُنچھی
ژٕ ژھکھ نا پالہٕ وٕن ستےٚ نہٕ آش تھاوکھ

بہتھِ اوسکھ ژٕ ستےٚ نِشہِ کیشاز ژٕوٕلہم
ژٕلتھِ بیٚتہٕ ڈراکھ پتہٕ کتھ وارِ چھوٚلہم
ستےٚ چھم وٕنتی رُچھم ووتیٚ پاڈٕنے تل
ژےٚ رٕوس بیٚتہٕ کالہٕ سرِپیٚو نال وٕلہم

یوٚ بیٚلہِ آیوس ڈُوٚپم سوٚرے چھُہ میٚشونے
پتہٕ عِصہٕ آم گھنڈی پھٹی بانہٕ پڑونے
نہٕ پوشان ان نہٕ تُھہران زٕل چھُہ اتھٕ منٛز
بہٕ چھا چونے حُکم کینہٕ پاپھ میشونے

مےٚ وۄنتم کیاہ ژٕ اوسکھ کرنہٕ آمُت
یِتھِس ہِسکین گرِس کتھ پھِرِ نہ آمُت
نہ پوشان اَن نہ پوشان واو کاوَس
ژٕے ماچھِے پان کھرِ وُن مرنہٕ آمُت

گوٚرِس پرمیشورس وۄنۍ شیر پادَن
ژٕٹھِ کوہ چھِ مشر مےٚ ہاوِن گیانہٕ سادَن
کھِنس اندر منس وِشرام میٚوٚلُم
دنس مشر شروز ہووُن آتمک دَن

ہیوٚتُن کٔرِتھ اَنٛدرن مے ناتوانٔس
ژٕندرن کُلِ کٔرِ مشک پھٲلیو جہانس
گوٚنٛدن ہیوٚتمس نہٕ گوبِنٛد گوٚ مےٚ بوٗزُم
پھوٚلِنۍ پمپوش ہیٚنۍ نَم آسمانس

سُہ کوٚت سأ گو ژٕے ہٮ۪ٚتی یُس اوٚر آیوٚو
اَتھس اَتھ تھپھ کٔرِتھ سُہ تہٕ یوٚرۍ ژاٚیوٚو
اکے ژٔرٕنٕد گوٚ سُہ کمی واوَن ژُلِتھ نیوٚو
زیر کیا اوس خبر کَس ماجہ زایوٚو

یہ کٔنہٕ سأ آیہٕ یدٕ لُو ماز دٕرہٕ ہٕنج
بیپارۍ کٔنہٕ آیہٕ لے سینار وزٕنج
ہُتٕن مہارازٕ مہٕ نیٖنی ہیتھ چھُ توشان
چھیا فُرصتھ یمَن فِتنن تہٕ سَنٕزٕنج

چٕنٛدرس گٔرِتھ سام ہیٚنی پننس گرس منٛز
چھُپے پلہٕ کیٚتھہٕ نہٕ گٔرِتھ ادٕ بازرس منٛز
اَتھس کیٚتھ ہُتھٕ نوان کُس وانہٕ والس
چٕنٛدرس وُشنیر ہیتھ پکھ. آدرس منٛز

گٔرھان کوٚت چُھکھ ژٕرے ما چھےٚ پان کھرُون
اپاری چُھنہٕ سُم نہ کُنہِ کاشہٕ تار ترُون
وَسان اُمتی آب زن سٔہلاب آمُت
تَوے کُنہِ پاسہٕ چُھنہٕ سیٚود تار ترُون

خبر چھےٚ راونس چُھنہٕ راج پوشان
گرہس دٔور کٔن دِنس چُھنہٕ داج پوشان
نمَن رتھ ہیٚتھ یِہ کیشرھا پانہٕ پٔراوکھ
فقط اُتھی بوت چُھنہٕ تاراج پوشان

پکان اوسُس بوٚ اُمٔنز کس ناتوانا
دَین سوزُم مےٚ رَہبر مہربانا
اتھس کیتھ پیالہٕ ہیٚتھ ہیٚتھو کُٹھُم مےٚ ساقی
چھُہ چاوان موے تہٕ وُنہٕ واراہ چھُہ باقی

دیان چھکھنا بوچھس مالکِ بہارک
زرک زیرک نِشاطک شالمارک
یہ چھے سورے مگر بتھ چھے تمن لد
یہ ما چھے نازِ مولُت وازِ کارک

خطا چھم یی مےٚ ما زونکھ ژ کیا چھکھ
شُنس دارِتھ زگت پارِتھ ژ کیا چھکھ
ونان چھی ڈٲثی وٕنی اسہٕ وچھنہٕ کُنہٕ کیٛنہٕ
مےٚ وَن زینتھِ ژ کیا ہارِتھ ژ کیا چھکھ

ونس مثنر ددی ونس مثنر کیازِ ژوٚلہم
بو ونہٕ کس کالہٕ سَرِ ہو نال وٚولہم
شہس شوٗبیا ژوہ شرن ستی نیاے لاگن
گیس پژھ پژمرده یا متھ نظرِ ڈوٚلہم

ژنے آسکھ ہمے کتہِ ہنہ آتمگ گیان
چھ ہاسن آسنگ اکھ ہیئوٹھ وردان
لُبتھ راوان ہہ رادِتھ پان ہاوان
چھِ دِہ شوے اکھ اُکس نِشہِ پان موراوان

ہمے کر وُومے ہمے ہاوم کاٹہر کرامت
ہمے کرتم کتھ کتھے چھم بڈی رفاقت
اگر وتھ رادِ کنھ ہاوم ہمے پُر کاش
کتھے یئِلہِ رادِ نیئلہِ موکلیہ حرکت

پتھر بتہ ہا ہا ونتم آ بہ کتہِ کنھ
بہو اند کُن بتہ خلوت جا یہ کر کنھ
چھِ ساری دل ملس منزر ولنہ آمتی
بہِ کمو کنھ تعلق کرم اُندری ہمے حرکت

گوٗرس پرمِشوٗرس آسِن نمسکار
ژٹِتھ لولہِ منٛز تہٕ دیُٛنم ساگرس تار
بو اوٗسُس ییٚیر گوٗمُت تہٕ تیٚیر آران
مرُن اوٗسم تُرُن اوٗسُم مےٚ دُشوار

مےٚ کیا مۄنگمےٚ ژٕہ ناحق کیازِ روٗٹکھ
ژٹِتھ مالے گھٹِتھ بُتھ کیازِ بیٚوٗٹھکھ
پکان اوٗسکھ ژٕہ آدی سانہٕ آنگنٕس
قسم چوٗنے لبیَہ اَندری مےٚ ڈیوٗٹھکھ

نیٚشہِ سوٗزُم تہٕ ڈوٗہمٕس یار ژھارُن
دِلَس دِل دِتھ ڈوٗہُم دِلدار ژھارُن
اچھَن ہُند گاش سوٗزُم وتھ ژٕرے ہادی
شہس شاہ ڈیشِنس تامُت چھُہ پرارُن

بو یمہٕ ہے ژوٗرِ ونکھنا یوٗرِ یِکھنا
ژٕ یِکھنا یوٗرِ پِھمی یا پوٗرِ یِکھنا
أچھن چُھم گاش سورٕ بوٗ ہُت خبر چھےٚ
سگان ہی ڈاٗوٗرِ سعہ چھاوَنہٕ یوٗرِ یِکھنا

ژٕھنہٕ نالو ہٮ۪وٗدُر آلو ہیٚے بوٚ ژُم
ہٮ۪وٗدُر آلو ہیٚے زمَن ہُنٛد ڈیوٗڈے چُھم
لیوٚ ہے آلو ہیٚے سکاسِم کرٕٹھ دَر گَژھ
بشارتھ چھم ہیٚے وُتھہٕ سمٛبٛدہ ہیوٗڈے چُھم

ژٕ کُمی لوٗگکھ ہتھِس یتھ بیچھہِ گامس
ییتی ساری اثبان چھی ژریشہٕ دامس
پھٹتھ چھےٚ زلوٗ ژٕے ڈرامٕ ژریشہٕ باپتھ
سوٚنس سرتل گئی رُوٗڈکھ آرامس

گنِتھ ییٚلہِ کل تہٕ پانے وٲگلہِ شیٚنکل
بنِتھ مَنگل تہٕ ژٕرز لیتھ یوگہٕ وُزِ مل
وِژارُک ناگ منکی باغ شیٚبرن
میٚے پینہٕ نے یارٕ بلہٕ چھُم ژوٚن سٕہز زل

چھُ چِت ژٕندرمہٕ گرٕن لے آتمہٕ بانس
موژی پیٹھ کُن یہِ تی ہیتھ بیٚہہٕ تہٕ پانس
منس ییٚلہِ چِت رلیوٕ پھل ڈراو آتَشَد
دُیت گو دوٗر اگیانس تہٕ گیانس

سُنے وونیا بہتھ ژٕرِن بازرن مَنز
لگِتھ ژٕریشوے زگت دیٚپستارَن مَنز
گیٚہے پانے لبان راوان چھُ پانَے
ٹھکان چھُنہٕ زانِہہ تہِ پانس ژھارَن مَنز

وُلنِھ وَسواس چُھم اطلاس باسان
گرٛھان یَتھ ساس تی چُھم خاص باسان
اُبرم ساسس ہٕنٛدے پٔرٕ اطلاس رودُم
مَنٕنٛ محرم ہٕنٛدے چھم اکھ واس باسان

لنگس پیٹھ ٹنگ پرٛنگس پیٹھ زنگ چھ ھارنھ
مَنَن کُر منگ نہ کرمن کُر نہ شرکت
کھیوان آسٔ کٔشی ٹنگ آلرٛھ پٔرنگس پیٹھ
مَنَن منگ کُر کھنگ تس رُود حسرت

اَشمس اَچھ دگ دِلس لوٗگ نار اَندری
کران گُمس تام و ہکھی سکار اَندری
نہ ٹھہرِلو اوش نہ شہلِو نار جگرک
نیٚبرٕ اوٚر دزٕر ہٕنٛدے گو دٔزتھ وار اَندری

چھِ سوٗنتس ژھل تہٕ ہردس بل چھُہ لاگُن
کُمٕل ہٲبیس ووٗٹل ژھاٹل چھُہ لاگُن
کرِن ژھل بل نہٕ پھلہ پھلہِ کھل چھُہ سوٗمبرُن
ارگ ژٲرِتھ چھُہ شیٖوس پوٗزِ لاگُن

اُنن چھُس ان رُنن چھُس یوگہٕ دانس
چھُہ ازتامتھ مےٚ رٔوشُنت بوگہٕ دانس
چھِ بوگس زوگ یوگس پرپہٕ آنند
شُستھِ پنزِ تیل پھوٗل کھیٚون باگہِ وانس

گنڈنٕ چھوہ ہوٗرٕ گنڈرٕ تو واد کیٚا چھُم
مےٚ آمٕژ گوٗرٕ وُنہٕ تو ناد کیٚا چھُم
امانت پرٲن ہیتھ پٮ۪ارٲن اتھس کیتھ
وسان رتہٕ چھوٗرٕ پتہٕ سمواد کیٚا چھُم

سداساگر ژِ چھکھ کر پوٗر ہاوس
سداچاوُم سُرا تھاوُم اباوس
سداچِت میلہِ ہیے سے تہٕ پرم آنند
سُراتیاگہُ ژِلیم کرٕ ہیٚہر یِیے کاوس

کنس کشنس چھنا اوڈ ہرٕشنر تہٕ فرصتھ
ژِیکھ سأ نوٗری واتے وَیٚز ہے چھم وَتھ
اکس گدرس سے چھُم ہرٕہمن زنم ژیٚن!
کنیا دانگ تہٕ اکھ رٕت سکار چھُم ہیتھ

خبر چھُم کمال چھُھنہٕ اکھ ژِشیہ تہٕ پرارن
بہٕ کتہٕ ہیکہٕ ژوٗرِ روزتھ چھُم سہٕ ژھارن
نوان گنہٕ جایہ کھعونہٕ منزر باشہٕ کرُون
کمن وانون تہٕ مہرازن چھُھ مارن

اَشکارن چھُنم گوڑ نال وۄلمُت
نہ بوزُن چھُم تہٕ بوزُن چھُم مےٚ چھۄلمُت
بہٕ ونہٕ ہےٚ اکھ کتھا بینہٕ کرٛۄدھ کھار کھ
ژہٕ زامُت چھُکھ مےٚ نِشہِ چھُکھ ژۄرِ ژۄلمُت

ژہٕ چھُکھ پنٕ پنٕ نُلان اکھ ییر کاٗنِس
مےٚ کھُر آمُت چھُہ کرِس سُتیر کاٗنِس
تگِن گوٗر چھُکھ تگِن چھُے باگہِ آمُت
رٗوِتھ اۄدر اۄدر دۆشِتھ کھُر لدٕ مےٚ کاٗنِس

وسکھ نا مارگن مَنز نیٚباے اَثنزرَد
ژےٚ امرِتھ چوٚن مےٚ وپہٕ تےٚ واے گاٗنزرَد
زِچھر گو پوٚز زِہِس گرٕشِہ تاب آسُن
کرکھٕ نا مٕشیل دِلَن دُب راے گاٗنزرَد

رٕتَن دیپک گپھوک شمعٕشے چھُہ ژراوُن
رٕتَن گو مَن پٔنُن سُے آلہٕ ناوُن
اکی آلتھ تہٕ میلان پریہٕ شاٰنتی
منٕہ مٔنٕناو چھُہ منتر یاد تھاوُن

ٲرِتھ پیٲلن چھُہ مس چینہٕ وول چھُنہٕ کانٛہہ
مٔیک پیٚے ہاوِ زُک ہینہٕ وول چھُنہٕ کانٛہہ
کران سٲتیاہ چھِہ اپُرٕے بانڈٕ پٲتھر
چھُہ وایان ڈول گیونُگ قول چھُنہٕ کانٛہہ

نہٕ وُچھنے توگ نہٕ زونُم لعل موہلہٕ وُن
چھیٚوٗنے واہ واہ گٲرِتھ حسرت سٕئے لالہٕ وُن
چھُہ کم تِم یِم چھِ کینٛہ مٔنٛز لال ژیرز لابن
ییٚمے گٲیہِ ست پوٚشہٕ مٔچکھ باغ پھولہٕ وُن

بٔہی کھاتاہ چھُہ ماگٕنہِ جاپہِ چوٗنے
ژٕے ییٖ زٔیوِ ڈژوے تیٖ ہٮ۪ے پۄرٕ ہوٗنے
لتن ہٕنٛد ماز لارٕژوٗمت وَتن چھُم
اتھس کیتھ ہٮ۪تھ نہٕ چھُس ٔپلہٕ ہور ژٕروٗنے

خبر کیتھ گٕنٛز بو ووٚتُس یَتھ شہارس
بیٚتے سأری دٕلتھ نفسے اَمارس
اَمن گوٚنہٕ کرنہٕ لگہِ متیٚ کھل بناوان
چھُہ کیا مولہٕ وُن بیٚتھس کھر گاٹہٕ جارس

ڈنگل ڈانگل ووڈل ژھانٛڈل مہ لاگو
مُشتھ کس تام سوٗن گو تتھ مہ زاگو
سٔتوگن سوٗن چھُہ ست گرٕژھ یار آسُن
ستس ستیٖن ستک یارانہٕ لاگو

ہےٚ نہاوٕ ملکھ ہن آکاشس ژٕ کھٹی کھٹر
ژٕ نیران چھکھ ہینڈرٕ زن پاپہٕ پھٹر پھٹر
گہے ووہ تلان بوہ ڈان گاہے دِوان ژھوہ
گہے مایا ولتھ سےٚہ یہِ ژٕرٹی ژٕ ٹی

ہےٚ وہمک چھم ژےٚ اہمک بار چھےنا
ہےٚ گلہِ زلو چھم ژےٚ ثوش گفتار چھےنا
ہےٚ چھپہٕ نکری نیران کاشہِ چون پاتھر
بو چھس بدکار ژٕ بخشن ہار چھکھ نا

ونان سأری دیا ساگر چھہ البشر
دیا رویس ژےٚ چھے دٕہن دیا کر
مہ وَدناو اُسی چھنا زریات پأنی
عیاںس کُن کپرز شوبان چھےٚ ماتھر

مَیے ما پُوڑا ئکرِے کیا ہُتھ ہِ ہاوے
کھیما کر الیشرو چھُس مُورکھ یاوے
کھیما یوڑ ہیے کرکھ ژیے کیا گرشھی کمم
رَوِنگم ما ہُتھ مونگم ما سوکھ یتہ ساوَے

ہیئوتِن دوڑُن مَیے یاون راے پانو
یوان گُنِہ چھمنہ ڈرتیٹھی ژھاے پانو
یہ چھا رَد. لوسمُت کِنہ گاش سَورُم
اُچھن ڈراشِ مَیے ئرن چھم لاے پانو

بوچھس زانن ژُنوی نوی کریشمہ ہاوکھ
یُیئے نامِب یتہ سے ثالِث بناوکھ
ژے کن شبدن ہری کتنہ میٹھون بوزکھ
کرکھ پانے یتہ پتہ میے بارِ ہناوکھ

دٔدُپن بیٚون نیرِ بأژن راے پننے
گیم گلہِ زیو ٹچہِ ہم ٹھٕٹھراے پننی
أچھن ہُشد گاش کھہو راہن تہٕ کیپشن
مٔے پانس ولنہٕ آیَم ژھاے پننی

پٕرژھیلہٕ پأنس تہٕ أژھنہٕ پانس مَنز
وانہٕ وأنِس چُھہ مال وانس مَنز
ٹھانہٕ بأنن سیلے تہٕ گراکن رٕنج
نارسایی چھِ ناتوانس مَنز

بِہِتھ تختس ژٕ اوسکھ راژہٕ پانس
بنوٚوُتھ ژٔے کوہِ مہرازٕ پانس
زٕنتھِ وٕتھجن تہٕ ژأرِس داٚنسے پیٹھ
أتھکیتھ ہارتھ مۆلُتھ نوٚو غازہٕ پانس

